تہٕ کأشُر ادب کشمکشس منٛز لبنہٕ یوان۔ اکہِ طرفہٕ چھُ ترجمن ہُند ماحول کاڈ اوسمُت کڈان تہٕ بییہِ پاسہٕ اوس کأشرِس قلمکارس کأشرِ زبأنی منٛز پننٛی ادبی کمالات ہاوُنک شوق گنان۔ چنانچہ لوٗگ درجنہٕ وادلولہِ مثنوی تہٕ جنگ نامہٕ ترجمہ کرنس سخ چلے جاوی۔تھ منٛز لالہ لکھمن جُو بُلبل سُند سامنامہٕ ،صدیق اللہ حاجنی سُند سکندرنامہٕ ،وہاب پرے حاجنیُن شاہنامہٕ تہٕ اکبرنامہٕ ،امیر شاہِ کریر سُند سامنامہٕ تہٕ خاورنامہٕ ،عزیز اللہ حقانی سُند جنگِ عراق تہٕ غلام محمد حنفی سوپورِیُن جنگ امیر حمزہؓ تہِ شأمِل چھُ۔تاہم چھِ سام نامہٕ ،شاہنامہٕ ،خاور نامہٕ تہٕ امیر حمزہؓ تتھی جنگ نامہٕ یِمو کأشر زبان نہٕ صرف شأعری اعتبارٕ مالا مال کُر بلکہِ موضوع تہٕ موادٕ رٕنگی تہِ تیمکی اثرات کأشرِس ادبس پٹھ از تہٕ نمایاں چھِ۔ یِمو سارِوے جنگ نامو منٛزٕ چھُ لالہ لکھمن جوبُلبل سُند سامنامہٕ ہرلحاظہٕ کأشر باسان تیٚیہ زبان ٹھیٹھ کأشر چھےٚ یوسہٕ اتھ جنگ نامس بیٚون تہٕ قأبلِ توجہ بناوان چھےٚ۔مثلاً مگوکال دیو چھُ سامس ونان:

اژکھ وٕنی بڑوٗر ڈیشتھ زن گگُر وأج
خبر بوزِتھ قبر ژھاراں پی مأج

گُمان چھُ گڑھان زن تہٕ یہِ تخلیق بُلبلس پننٛی چھےٚ نہٕ کہِ ترجمہٕ۔یِژھے ہِش زبان چھےٚ جنگ امیر حمزہؓ تہِ باگہِ آمٕژ۔ البتہٕ چھےٚ ترجمہٕ کارن داستان میرس منٛز اکثر جاین اختصارس کأم ہیٚژٕ مٕژ۔

اگر وہاب پرے حاجنی سٕند شاہنامُچ کتھ کرو یہ چھُ من دٕعن تم سأری لوأزمات پورٕ کران یِم جنگ نامہٕ لیٚکھنہٕ باپتھ ضروری چھِ۔ امیُک مرکزی

کردار رستم چھُ پورٕ داستانٔک روحِ روان:

سہ از نامِ رستم سیٹھاہ تنگ گو    زِ ہاُبتھ سپُد سرد ، نامرد گو

تہٕ کُنہِ کُنہِ جایہِ ییلہِ رستم دشمنس مقابلہٕ پسپا چھُ گژھان یہِ کتھ چھےٚ بروٚنہہ کُن

یوان زِ رستم چھُ تیمی سمسارٕک کردار نہٕ کہِ بالا فطری، مثلاً:

دِگر سوے آں رستم تند خوے    وَدان پیش کے خسرو نام جوے

زِ پیکار ہا وارٕ بیکار گوس    بہٕ آوارٕ تےٚ خار لاچارٕ گوس

زُوارس دوٚپن گر تہٕ زاُنپانہٕ اَن    میٚہ چھُم مائلِ دِل جانب سیستان

یہ تہِ چھُ پزر زِ کاشرٕ جنگ نامہٕ چھِنہٕ ہر لحاظہٕ فنی لواُزمات پورٕ کران۔

کُنہِ چھےٚ یِہنز زبان کمزور روٗزمٕژ ، کُنہِ چھِنہٕ مرکزی کردارس سےٚتی انصاف

سپُد مُت ، کُنہِ چھِ واقعات غاٲر ضروری طور زیٹھر اوانہٕ آمتی تہٕ کُنہِ چھُ اصلی

واقعاتن ہنٛز چیر دِنہٕ آمُت ۔ اِدٕ تمہٕ مذہبی موضوعن پیٹھ مبنی رزمیہ داستان چھےٚ

(یتھ منٛز امیر حمزہؓ تہٕ خاور نامہٕ قابلِ ذکر چھِ ) یا قومی تہٕ وطنی موضوعن ہنٛزِ

مثنوی چھےٚ یتھ منٛز شاہنامہٕ ناوہنٛس لایق چھِ ۔ کاشرٕ بیشتر جنگ نامہٕ چھِ

تمہنے بحرن منٛز ترجمہٕ کرنہٕ آمتی یمن بحرن منٛز تم فارسی ئیس منٛز لکھنہٕ آمتی چھِ ۔

مگر یہِ کتھ چھےٚ سیٹھاہ مایوس کُن زِ یہِ صنف چھےٚ تقریباً ژھوکیمٕژ بلکہِ موکلیمٕژ ۔

لہٰذا چھےٚ یمہِ کتھِ ہنٛز ضرورت زِ یہِ صنف بازیاف کرنہٕ خاطرٕ گژھن موثر قدم

تُلنہٕ یِنۍ ۔



# وژُن...... ہیتی انہار

منشور بانہالی

شعری اصطلاحس منز چھُ وژُن کأشرِ شعرِ ادبٕچ سو گوڑٕ کالٕچ شعرٕ ذاتھ یتھ اکھ پٔنٕز ہیت چھےٚ، یتھ مختلف میژٕ باگنے ہیکہٕ اَستھ تہٕ اکھ بے ساختہٕ غنأیی آہنگ آسہِ۔ وٕچھوٕ تہٕ یہِ چھےٚ سو مقبول ادبی شعرٕ ذاتھ یتھ پٹھ کأشرِ شأعری ہٕنز بنیادٕ سوار سپز۔

کأشرس منز چھےٚ تم شعرٕ ذأژ تہِ یم باقٕے زبانو پٹھٕ آمژٕ چھےٚ مگر واکھ، شُرُک تہٕ وژُن چھُ کأشرِ زبأنی ہٕندِ آگرٕچ شعرٕ ذأژ زانہٕ یوان۔ یمن منز سانہِ پتھ کالہٕ پٹھٕ کہِ اجتمأعی لاشعورٕ کی تخلیقی گتھ درٕینٹھی چھِ گژھان۔ گوو موضوعی بلکہِ ہیتی اعتبارٕ تہٕ یم ادبی رُجحانات مختلف سمأجی تہٕ سیأسی تبدیلین تہٕ تحریکاتن زیرِ اثر عالمی ادبس منز وٕزوٕزوو تلے یہِ تہٕ پھانٛپھلے یہِ تمو سارِوے ستی سپز کأشر شأعری تہِ اکہِ یاییہٕ رنگہٕ پنہٕ پنہٕ وٕزِ زأنی یاب۔ وٕں گوو یوٚ تام کأشرس شعرٕ ادبس منز ''وژنک'' تعلق چھُ یہِ شعرٕ ذاتھ چھےٚ اوٚکنٕ زیادٕ پہن لایقِ توجہ تِکیٚازِ یہِ چھےٚ واکھ تہٕ شُرُکی شعرٕ ذأژن مقابلہٕ گوڈٕ سلابہٕ پٹھٕے پٔنٕز عصری تقاضہٕ رٕچھان رٕچھان برابر پٔنن اِرتقأیی سفر جأری تھٲوتھ پٔنس

مٔژلس کُن گامزن روٗزمٕژ تہٕ ووتھ بو پراوان روٗزمٕژ۔ اگرچہ یہ وٕژُن چھُ سہل
باسان زِ امیُک وٕژُن چھُ مزاز کنۍ غزلس ہتۍ رلان مگر ہیٔت کنۍ چھُ امہِ نشہِ
مختلف آسان۔

وٕژنچ کتھ کران چھُ امین کامِل صاب لیکھان زِ ''اتھ صِنفہِ چھُ ژون
مصرعن ہُند اکھ بند آسان، ژوٗرِم مصرعہ چھُ وکھنے مصرعہ یمیُک تکرار پزِ تھ
ترٛیمہِ مصرعہ پتہٕ چھُ سپدان۔ شیخ العالمؒ ہنٛدۍ مناجات، گونگل نامہ ہیو
مسلسل شُرُک تہٕ شامہِ بی بی ہُند شیخ العالمس پتھ مرثی چھِ امکۍ گوڈنکۍ نموٗنہٕ۔
شرٛ اہمہِ صدی اندر چہٕ خوتونہٕ ہنٛدۍ لولہ بأتھ تہٕ چھِ أتھۍ صِنفہِ کأم ہوان''۔
یتھ پأٹھۍ چھُ کامِل صأبنہِ وننہٕ امیُک دٔسلابہٕ حضرت شیخ العالمؒ صأبنس زمانس
مٔژلبنہٕ یوان۔ (حالانکہ للہِ ہنٛدِ ن کینژن وٕژنن مٔژ تہٕ ہیکن یتھۍ انہار کُنہ
کُنہِ جایہ لبنہٕ یتھ)۔

یتہِ چھُ اکھ پزر زِ بیشتر لوٗکھ چھِ انزٲنی سببہٕ وٕژنس تہٕ غزلس اکِ گیٛجہِ
گنڈان روٗدۍ متۍ۔ حتیٰ کہِ کأشر زبان وادبُک نامور مورخ، نقاد عبدالاحد
آزادن تہٕ چھُنہٕ وٕژنک تہٕ غزلُک امہِ قسمُک کانٛہہ بٔن ظاہر کوٚرمُت تہٕ نہٕ
وٕژنکہِ ہیٔتی زأوِ جارِ حوالے کانٛہہ اشارٕ دِیُتمُت۔ وٕژنکہِ ہیٔتی تہٕ موضوعی خولہِ
خطہٕ حوالہٕ چھُ اوتار کرشن کأشرِ شاعری ہنٛز اکھ پٔننۍ ذاتھ۔ أکِس وٕژنس اندر
چھِ کینٛہہ بند آسان۔ یمن ہُند تعداد ہیکہِ کینٛہہ تہٕ أستھ۔ اکھ وٕژُن چھُ عام
طوراکہِ ہُرِ ہتۍ شروع گژھان۔ ہُرگو ووژنک گوڈنیُک پدیا مصرعہ۔ امہِ پتہٕ

چھِ وکھنۍ مصرعہ ''Refrain'' یوان۔ پتہٕ چھِ مختلف بندیوان تہٕ پتہٕ تتھ پتہٕ
پتہٕ چھِ وکھنۍ مصرعہ بار بار یوان۔ اَکِس بندس چھِ (وکھنۍ مصرعہ ورأے)
ترٛےٚ پدٕ آسان۔ یِم ترٛےٚ پدٕ ہیکن ہم قافیہ تہٕ آسِتھ تہٕ قافیہ نشہِ آزاد تہٕ
آسِتھ۔ مگر زیادٕ چھِ تِم یِمن اندر گوڈنیک تہٕ ترٛیِم پدٕ ہم قافیہ آسان چھِ۔
کینژھہ وژن چھِ تِتھی کٕر تہٕ یِم ہر نشہِ آزاد چھِ ........ کینژھہ وژن چھِ ہرس ستۍ تہٕ
وکھنۍ مصرعہ نشہِ تہٕ آزاد ...... یہ چھِ امکو سرحد ہندوستانی گیتس تہٕ انگریزی
لائرکس (Lyrics) سٟتۍ رلاوان۔ یہ چھِ وژنس عشقس سٟتۍ واتھ دِوان۔ یہ
یہ زمینی آسن یا خدائی، مادی آسن یا غار مادی۔ تِمنٕہ ونہٕ چھِ لولہٕ وژن منز
''محبتک اظہار ہمیشہ زنانہٕ ہنٛزِ زبأنۍ کرنہٕ یوان''۔ رہبر صأب چھِ
امیک قایل زِ اَتھ ابتدائی کوشش سپٕز (۱۲۰۰-۱۵۵۵ء) منز اما'' وژن چھِ
گوڈنچہ لٕہ سوزک شروٗعات تہٕ لفظن ہند چھِ تتھ جب خوتونہٕ ہندی اتھہ شادلبان
تہٕ بال نچھ لگان''۔ یہ چھِ ۱۵۵۵-۱۷۷۵ء تام کٲشرِ شأعری ہندِس
ورٕس زمانس'' وژن کال'' ناو کران۔ تِمنٕہ ونہٕ چھِ'' وژن'' کٲشرِ تہٕ ایرانی
تہذیب وتمدن تہٕ زبأنۍ ہندِس اثرٕکس پؠٹھ منظرس منز ژونہٕ لبان تہٕ اِستحکام
سپدان''۔ یہ چھِ امیک تہٕ قایل زِ وژن چھِ فارسی غزلہٕ نشہِ وارِیاہ کینژھہ حاصل
کران''۔ مگر ستی چھِ ...تہٕ ونان زِ'' یہ چھنہٕ فارسی شأعری ہنٛزِ کنہِ ذاتھ پیدٕ
وتران''۔ تِمنٕہ خیال چھِ زِ'' سنسکرت، فارسی تہٕ مقامی بحرٕ چھےٚ مچھ ہا کٕرِتھ
کأمرٕ زاکھ نو دِیو نمہٕ چھِ تیار سپدان''۔ مگر مطالعہٕ تلہٕ چھےٚ یہ کتھ نَنان زِ انگریزی

لئیر کس ستی چھنہٕ وژنچ مماثلت تمہٕ آیہِ مُشابہ، تِکیاز لِئر کس منز تہٕ یوٗ دوٚے غنأیی آہنگک التزام چھُ مگر وکھنے stanza ہک تکرار چھنہٕ وژنکہِ آیہِ درِیٹھی گژھان۔ البتہٕ چھُ سپنسر (Spenser) سٕنزن Apitholomion تہٕ Protholomin ہٕشن نظمن منز امہِ قسمُک کم زیادٕ ورتاو موجود۔

رہبر صأبنہٕ آخرالذکر رایہِ ستی زِ ''یہِ (وژن) چھنہٕ فارسی شأعری ہنٛزِ کُنہِ ذأژ پیٹھ پوٚرٕ وُتران'' نسبت چھُ پروفیسر مشعل سلطانپوری پننٛی تحفظات ظاہر کران تہٕ ونان ''امہِ کتھِ ہُنٛد چھُنہٕ ازتام کانٛہہ پےلوٚ گمُت زِ سنسکرت شعرٕ سرمایس منز یا ہندوستان چہ کُنہِ علاقأیی زبأنی ہنٛدِس ادبس منز چھایژھ کانٛہہ شعرٕ ذاتھ..... البتہٕ مثالہٕ ژھارنچہِ کوششہِ پتہٕ چھےٚ اَسہِ فارسی شأعری منز کیٛنٛہہ یژہٕ مثالہٕ نظرِ گژھان۔

| | |
|---|---|
| اے سرو بالا سہی | کز صورت جاں آگہی |
| وز ہر کہ دو عالم بہی | ما نیز ہم بد نیستم |

(شیخ سعدی شیرازیؒ)

| | |
|---|---|
| نِہی ہر فرقِ جان تاج | بری دِل را بہ از معراج |
| چہ خورشیدش بر آرائی | کہ سبحٰن الذی اسریٰ |

(دیوانِ شمس تبریزی)



(کأشُر شعرٕ صنف وژُن، پروفیسر مشعل سلطانپوری، آلو، جلد: ۵،ص:۲۴)

درج بالا فارسی شعرن منز چھِ کُنہِ گوڈ نکی ترٛے مصرعہٕ ہم قافیہ تہٕ کُنہِ گوڈنیک تہٕ ترٛیم مصرعہٕ، تہٕ امہِ علاوٕ وکھنے مصرعہٕ۔ یمہِ ستیٚ یہ انداز کرُن مشکل چھُنہٕ زِ یہ رٕوِش چھےٚ فارسی شعرِ ادبس منٛز تہِ ورتاوس منٛز روٗزمٕژ۔ مذکورِ بالا ییم شاعر چھِ ایرانس منٛز کینٛہہ صدی برونٛہہ وٕتھی متیٚ۔ییٚلہِ زن امہِ پتہٕ یٕژ کاٹُلل دبدتہٕ شیخ العالمؒ صأب آے۔ چنانچہِ ہندوستانس منٛز اوسُن فارسی زبان وادبک کم کم ئرگروہمہِ صدی پیٹھےٚ شروع ہیوٚتمُت سپدُن یمیٚک اثر پورِ شمأّلی ہندوستانس تام ووت (تہٕ کٔشیر کتہٕ ہیٚکہِ ہے امہِ نٕشہِ مُچھِ روٗزِتھ)۔یتہٕ چھُ ممکن زِامہِ قسمُک کانٛہہ کلامہٕ آسہِ ہے یورتہِ ووتمُت تہٕ یُس شیخ العالمؒ صأبنہِ نظرِ تل تہٕ آسہِ ہے گزریومُت، یمہِ کنہٕ تھٔندِ دٔسی تہِ یہ اسلوٗب پاناوُن خأرج از اِمکان ہیٚکہِ نہٕ أستھ۔

پرٛوفیسر شفیع شوقؔ چھُ ''وژنس'' کأشرِ شعرِ ادچ اکھ خود زاد ذاتھ قیاس کران تہٕ ونان ''وژُن چھُ کأشرِ شأعری ہنٛز اکھ آدوأسی شعرِ ذاتھ یا باؤژ آے۔ امِچ قدامت چھےٚ اوٚکنہٕ قأبلِ توجہ زِ وژُن چھُ دراصل سُہ کانٛہہ تہٕ نغمہٕ یُس ییتھ دنیاہس منٛز کأنٛسہِ ہٕندِس أندٕری وٕنس منٛز 'پکنس' منٛز کأم کرنس، ووتھنس، بہنس یا شونگنس دوران جسمہٕ کہِ أندرِمہِ فطری آہنگہٕ پیٹھ ووپدان چھُ۔ بنان چھُ لفظ وژُن تہٕ آسہِ اکھ پرٛون کأشر لفظ تہٕ اتھ آسہِ نہٕ سنسکرت ''وَچنہٕ'' لفظس ستیٚ کانٛہہ واٹھے۔ ''وچنہٕ'' معنی لیس منٛز گووژُن کانٛہہ کتھ یا دوٚپ (گورن وٚ نم واکھ تہٕ وژُن)۔ییٚلہِ زن وژن کہنٛ چھُ ونان۔ اتھ منٛز

چھےٚ صرف حرکت تہٕ ؤنتھ گووٕ زِ وژُن چھُ کرنہٕ یوان ۔ یہِ چھنہٕ ممکن زِ باقے شعرٕ ذا ژن ہٕندی پاٹھی کیاہ آسہِ یہِ شعرٕ ذاتھ تہٕ نیٚبرٕ پٹھےٚ آمژ'' (وژنُک جمالیات، پروفیسر شفیع شوق، شیرازہ، شمارہ:٦، ص:٣٠)۔ یٚیتہٕ چھےٚ یہِ جسارت پیش زِ اصل شعر چھُ 'گورن وٚ نم گٕنۍ وژُن' نہ کہِ 'واکھ تہٕ وژُن'۔ یہِ زن فاضل مضمون نگارن ورتوومُت چھُ یمہِ کنۍ امہِ کِس تشریحس منٛز ہنا پھیرٕ چھُ پیوٚمُت زِ وژن چھنہٕ کہنۍ ونان بلکہِ چھُ یہِ کرنہٕ یوان ۔ البتہٕ چھِ تم بروٚنہہ کُن فرماوان ''پرٛتھ کُنہِ زبانۍ منٛز چھےٚ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ نغمأتی بأتہٕ صورت گوڈٕ پٹھےٚ موجود آسان تہٕ سانہِ زبانۍ منٛز چھنہٕ یٚیہِ کانٛہہ بأتہٕ صورت اَسہِ پننۍ۔ وژُن آسہِ ہے تہِ قدیم زمانس منٛز یٚیتہٕ چہِ پأداوٕری عملہِ لرِ لوٚر روٚزتھ پرٛیتھیوٚمُت، اوکنۍ چھِ امکۍ موٚل پرٛانین مأنٛتھرن (Chats) پرٛژھن، پیشہِ ورن ہٕندٕ بن بأتن، رٕفی بأتن تہٕ کِندن بأتن منٛزٕ ے نظرِ گژھان ۔ امہِ قسمکۍ بأتھ چھِ لأ زماً سارِوٕ ے کھوتہٕ قدیم کأشرٕی بأتھ ۔ سانہِ للہِ شأعری منٛز چھِ امکۍ رنگ نہایت تنوع دار تہٕ سارِوٕ ے وژن گو شأعرو چھِ أتھی منٛز پننۍ پننۍ پأٹھی مہارت ہأوٕمژ یہِ واکھ تہٕ وٚ چھتون

گورن وٚ نم گُنۍ وژُن     نیٚبرٕ دٕ وٚپنم اندر اژُن

سُے للہِ مےٚ گوٚو واکھ تہٕ وژُن     اِدٕ للہِ ہیوٚتم ننگے نژُن



واکھ کِس گوڈٕنکس شعرس منٛز چھُ وژنُک مفہوم، اشاراتی یا تأکیدی کتھ ونٕنۍ، یعنے نیٚبرٕ دٕ وٚپنم اندر اژُن تہٕ پننہِ باطنی وجوٗدک احتساب یا محاسبہٕ کرُن تہٕ

دۆیمس شعرس منز چھُ ''سُے للہِ مے گووا کھ تہٕ وژُن''، واکھ تہٕ وژُن گرٕھُن چھُ کاشُر محاورٕ یمیُک مطلب، وجہ یا سبب بنُن گوو۔ یعنے گورٕ سنٛز معنہٕ ساوی کتھ بنے یہِ میانہٕ باطنی منزل سرٕ کرنک سبب۔ لفظ وژن یۆ دوے گوڑٕ ڈسلاے للہِ ہندس کلامس منز درینٛٹھی گرٕھان چھُ مگر بطورِ صنف یا شعرٕ ذاتھ چھُنہٕ تسنٛدِ ڈسی اتھ ورتاوس منز اننک تا حال معلوم شہادتو تلہٕ کانٛہہ تہٕ امہِ کاچک نموٗنہٕ کلامہٕ پاتھان۔ البتہٕ چھِ وژنکی ابتدائی نموٗنہٕ شیخ العالمؒ صأب نس کلامسے منز پاتھان۔ یمن منز تہنٛد نعتیہ کلامہٕ تہٕ دۆیم منظوٗمہ شأمل چھِ۔ شیخ العالمؒ صأبن ورتو وژن پنہٕ نن صوفی خیالاتن تہٕ دینی عقائدن عوام الناسس تام واتناوبر کہِ تہٕ اصلاح احوالہٕ کہِ مقصدٕ موجب۔ تہنٛد گونگل نامہٕ، ہاژوو پالیس پتو، بخشس بوٗد چھے خدمتگار، ہوٗن چھو دپان ووباوو، کرٕ دنو مسلمان پزے تہٕ بار خدایا پاپ نوار بیترِ مسلسل شُرکی چھِ وژنہٕ گاچے زانہٕ یوان، یم اکھ روٗحأنی، اخلأقی تہٕ اصلأحی شیٚچھ تہٕ اکھ پیأمی آہنگ ہتھ چھِ۔

| | |
|---|---|
| انگن ناو چھو کران ہو تو | بایو مے کُن تھٕ سٔزتو |
| تیمی یہِ وۆو تے تُمی لونو | ہوٗن چھو دپان وو وو وو |



| | |
|---|---|
| آدن سونتھ چھے ژین اول تے | سُلہِ گرِ رٹو مالہِ پنٛنے تاو |
| اتھِ یتھ نہٕ گرٕھی سونتھ چھے ژھل تے | یُس کرِ گونگل سُے کرِ کرٕاو |

(گونگل نامہٕ: شیخ العالمؒ)

خاؔرِجی ہیٚژ حوالہٕ یوٚ دوے ''وژنس'' غزل، مثنوی، قصیدہ یا رُباعی ہنٛدی پاٹھی بند تعریف ہکو نہٕ کرِتھ۔ مگر گوڈٕ بند تہٕ وکھنے مصرعہٕ پتہٕ چھُ ژورن مصرعن ہنٛدی بند آمتی تہٕ امہِ پتہٕ وَ کھنے مصرعک ورتاو عام پورامہِ چہِ ہیٚژ ہنٛز پرٛ بزٛژی ہنٛد ضاؔمن بنان۔ وکھنے مصرعہٕ چھُ بار بار کیٚژن جاین مرکزی خیالن کُن رجوع کران۔ اتھ منٛز چھُ پٔنٛن اکھ جودتہٕ میچھر۔ خیالن ہنٛز رواؔنی تہٕ لؤکہٕ باؔتن ہنٛد حسن چھِ امکی خاص گون تہٕ وصف۔ غزلہٕ کی پاؔٹھی چھُ امیک پرٛتھ بند معنہٕ کہِ لحاظہٕ الگ تہٕ آزاد آسان۔ ''اما غزلہٕ کی پاؔٹھی یُس چیز اتھ وحدت چھُ بخشان سو گیہِ جذبن تہٕ احساسن ہنٛز ہم آہنگی تہٕ ہم رنگی'' (غلام نبی فراؔق)۔ وژنچہ ہیٚژ ہنٛدِ حوالہٕ چھُ ڈاکٹر شاد رمضان اکھ اختصاؔری زانکاؔری دِوان ونان: ''وژن چھُ کیٚژن بندن ہنٛد اکھ منظومہ تہٕ پرٛتھ بندس چھِ ژور مصرعہٕ آسان۔ بندن ہنٛد تعداد چھُنہٕ گنٛڈِتھ تہٕ یسلہٕ پاؔٹھی چھِ اتھ کم ازکم پاژھ بند آسان تہٕ آخری بندس منٛز چھُ شاعر (غزلہٕ کی پاؔٹھی) لکھُت دِوان یاوٕنی تو پٔنٛن تخلص یا ناو ورتاوان۔ وژنس چھُ گوڈنیُک شعر آسان یُس دون مصرعن ہنٛد چھُ آسان تہٕ باقے ژون مصرعن ہنٛد تہِ۔ گوڈِنکہِ شعرُک دوٚیم مصرعہٕ چھُ ووج بنان تہٕ یوہے ووج چھُ پرٛتھ ژوٚرمہِ مصرعہٕ بدلہٕ پھِری پھِری یوان''۔ مثالہِ پاؔٹھی:

بہٕ چھس زمین تے ژٕ چھُکھ آسمانے ژٕے سیرن سرپوش!

بہٕ چھس نعمت ژٕ چھُکھ مہمانے چھاو میأنی داأنے پوش

❁❁❁

سُلہِ سوٗنتہٕ لوٗشن لٔج پھٔلے
باغن چھِ بولان بُلبلے
وولساں چھَ سوٗنچ وُزملے
مولہٕ وان چھےٚ پانس بازرے
یِکھنا تہٕ پوٗشن گوٚندی کرے



أ کِس وژنس منٛز چھُ وژن میژتہٕ قافیہِ بندی ہٕندِ حوالہٕ مختلف طرح درینٛٹھ گژھان۔ کُنہِ ساعتہٕ چھِ اکہِ وژ نکی گوڈنکی دوشوٚے شعر ہم قافیہ آسان:

ژٕ کموٚ سونہِ میانہِ برٛم دِتھ نیوٗنکھو      ژےٚ کہو زِ گیے میاٗنی دٕ ے
ژکھتٕر اوٕدٕ ے ملالہٕ وونہٕ چھےٚ نایوان      ژےٚ کہو زِ گٔے میاٗنی دٕ ے



کُنہِ ساعتہٕ چھُ کُنہِ وژن بنہٕ کِ گوڈنکی ترٛےٚ مصرعہٕ ہم قافیہ (ردیف) آسان تہٕ ژورِم مصرعہٕ چھُ ووج آسان۔

دوہ اکہِ لٕس مےٚ میجاے تن
ہا اموٚب تھاٗونم سوے لادن
اٗوِیل، سنیوٚس زاٗیُل بدن
ژٕ نوٚن نسا وٗنی زٕبس گیلہِ عالم
(ہاژٕ نووٗنی زٕبس)

(حبیب اللہ نوشہری)



کُنہٕ ساعتہٕ چھِ کُنہِ بندس منز گوڈنکہِ بندُک گوڈنیُک مصرعہٕ تہٕ دوٚیم تہٕ ترٚیمہِ بندُک گوڈنیُک مصرعہٕ تہِ ہم قاٗفیہ درٛینٹھی گژھان تہٕ امہِ پتہٕ چھُ ووج مصرعہٕ یوان:

| | |
|---|---|
| جانان سُہ چھُم دِیو کامہِ | ہے رتہٕ کے ہٹہِ لکھس نامہٕ |
| پان مارس ہے نتہٕ تیم | ہے خطہٕ لِہ زوأی تہٕ قلمہٕ میلہِ |

(رحم صاأب سوپوری)



بعضے چھِ کُنہِ وژن بندس منز نیٚبری قاٗفیو علاوٕ أندٕ ری قاٗفین ہُند تہِ ورتاو درٛینٹھی گژھان تہٕ تو پتہٕ چھُ ووج مصرعہٕ یوان:

کونگہٕ کستوٗری مشکہٕ کوفوری تن ناوس تے
مِتھر نیٚہم ، چھٕتر بونٛن ہواوس تے
شٕتری گیلن متہٕ کر تم چھس بے کس تے
گژھتے ویٚسی یے یار انتن استے استے

(محمود گامی)



یتھ بندس منز ییٚتہِ نیٚبری قاٗفیہِ (ردیف) ناوس تے، ہواوس تے تہٕ بے کس تے چھِ تتہِ چھِ مِتھر، چھٕتر تہٕ شٕتر ہوی أندٕ ری قاٗفیہ تہِ نظرِ گژھان، یمہِ وژنہٕ کِس کلہم مزاس منز اکھ متوأتر سوز و گداز چھُ پاد کران۔ بعضے چھِ کُنہِ وژنہٕ کِس بندس منز گوڈنکی زٕ مصرعہٕ ہم قاٗفیہِ آسان تہٕ ترٛیم مصرعہٕ تہٕ چھُ وکھنے مصرعک ہم قاٗفیہ آسان:

نبرے اندر اژھ أندرے بڈی پڑھ
وُچھہن ژٕ شہنشاہ لوٗبتھے تہٕ لوٗبُتھ کیٛاہ

(موٗمن صابٕ)



کینٛژن وژن بندن منٛز چھُ گوڈنکہِ مصرعُک قٲفیہ باقٕے سارٕنے بندن ہنٛد بن گوڈنِکس تہٕ تریمس مصرعس منٛز تہِ نظرِ گژھان یُس أندرِ ی قٲفیہ رٕنگی پوٗرٕ وژنس منٛز برقرار چھُ روزان:

عشقہٕ نارس زوراوارس چھُس نہٕ پوشان دِل چھُم دزان
سوختہٕ کوٗر نم ییتھ لوکچارس بال پڑارس عشہِ مقام

(رحمان ڈار)



بوسرٕ شمس فقیر ونے سر تڑاو پتھر در معمور
سُے اژِ یَس تتہِ بر مُشرنے بہٕ کیٛاہ ونے لِی گوٗو ظہور

(شمس فقیر)



وژن شعرن ہنٛزٕ کینٛہہ متفرق مثالہٕ:

أی یأرِی کرٕنس بہٕ باغٕبرے حوٗرے مےٚ نیوٗنم ژوٗرِ دِل
چھُم جوش عشقنہِ سوندرے حوٗرے مےٚ نیوٗنم ژوٗرِ دِل

(نعمہ صابٕ)



دلجویہ ہا سرو طنار یارے　　مێتہِ چانہِ پُژھِ کێاہ خارے گوو
گلرویہِ میٲنے ہا وفادارے　　مێتہِ چانہِ پُژھِ کێاہ خارے گوو

(اعمیٰ عبدالرحیم)



رنگ بالہِ ڈۄلُم تازٕ گُلس　　سُے مےٚ دِلس کان
سنگ کاٹلی ژۄلُم رازٕ بلس　　سُے مےٚ دِلس کان

(احدزرگر)



باغٕکی ریٛژل وارِلین گالن　　بُلبل غم تراو کر پکھن واش
ییٚتہِ یور چونے مذہب پالن　　سنگرمالن پیٚو پژاگاش

(مہجور)



شرونی ییٚلہِ کۄرتُمی رونہِ دامانس　　اِدِ نسا رۄدُم پانس تام
سرو شِہُل پیٚو آبِ روانس　　اِدِ نسَا رۄدُم پانس تام

(راہی)



مُشراٚوتھس جانانہٕ　　ژےٚ کر یاد پیٚمے بو
امے دردٕ کے درمانہٕ　　ژےٚ کر یاد پیٚمے بو

(رسا جاودانی)



مثالہ چھےٚ ابریز، البتہٕ وارہ وٲژن چھِ تم تہٕ یمن منٛز ترٛیو مصرعو پتہٕ وَکھنے مصرعک پورٕ التزام چھُنہٕ یاوَکھنے مصرعک نصفے حصہٕ چھُ، البتہٕ چھُ باقے شعر بندن ہٕندی ہے صورتس منٛز یمہِ کنہِ تھٕہن منظوٗمن تہٕ اگر وٲژنہٕ کُس شمارس منٛز انوکھ تہٕ اتھ سرمایس منٛز گژھہِ بیٚیہٕ ہن تہٕ ہُر ہُر، مثالہِ پٲٹھی یہِ وٲژن نما:

ساز لولُک رنٛگن اضطرابس اندر      زندگی ہُنٛد قسم زندگی گٔے یہے

بے نیٲزی کرٕنی خام طمٕہن نشن      بندگی ہُنٛد قسم بندی گٔے یہے



یتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ ذراتہِ مبالغہٕ زِ کٲشرِس شعرٕ ادبس منٛز یم تہٕ ہیتی تجربہٕ بارسس آے تِمن منٛز چھِ کینٛہہ تجربہٕ تم تہٕ یم محض برائے تجربہٕ روٗدی تہٕ زیادٕ قبولیت ہیٚکی نہٕ پرٛاوِتھ۔ یِلہِ زن کٲشرِس وٲژنس اکھ بوٚڑ شعری سرمایہٕ ڈٲکھ چھُ یُس أکِس بڈِس دورس کوم کُرِتھ چھِ۔ تہٕ بقول مشعل سلطانپوری تیٚژاہ مقبول شعرٕ ذاژ چھےٚ زِ ''شیخ العالمؒ ہٕندِ پتھٕ رحمان راہؔی ییٚس تام چھُ پرٛتھ أکی شاعرن وٲژن لیوٚکھمُت''۔ البتہٕ وُہمہِ صدی ہٕندِ دۆیمہِ نصفہٕ پتھٕ ہیوٚتُن نوٚوِن ہیتی تجربن زیرِ اثر وٲژنُک رواج متأثر سپدُن۔ وٲژن ہیت چھےٚ مختلف موضوعاتن بیان کرنہٕ خاطرٕ ورتاوس منٛز اننہٕ آمٕژ۔ یہِ چھےٚ سو شعرٕ ذاتھ یوسہٕ کٲشرِن شاعرن ہٕندِ ووندِ باوژِ ہُنٛد یسلہٕ پٲٹھی اظہارُک وٚسیلہٕ بنیہٕ تہٕ کٲشرِس شعرٕ ادبس منٛز چھُ امیُک پوٗتر زیادٕ وزن دارتہٕ گوٚب۔ اتھ منٛز چھِ مختلف ییٚژھ پرمانن منٛز مختلف العبادتہٕ مختلف النوع موضوعات کاپہٕ اننہٕ آمٕتۍ۔

صوفی شأعرویِتہٕ یہِ شعرٕ ذاتھ روحأنی تجربن تہٕ سِری حال واحوال باپتھ ورتأو
تتہِ کُر رومأنی شأعرواتھ منز زمینی حسنکی تہٕ مجأزی عشقکی راز و نیاز بیان تہٕ وطنی
تہٕ پیأمی شأعروکُراتھ منز خیال چھِ آزأدی تہٕ انسانن ہنٛدٕ بن حقوقن ہنٛدِ تحفظچ
کتھ تہٕ دِتگھ قومی تہٕ ملی بیدأری تہٕ بأے بندِتیگ آلو۔ یہِ چھےٚ سو صنفِ سوخن
یوسہٕ عصری رحجاناتن پر بزناوان تہٕ لرِلوٚ رپکان روٗزتہٕ یمہِ ساعتہٕ زمانس یوسہٕ
تہِ ضرورت آس تہٕ تتھ پٔنن پان آیِتن تھوٗتھ تہٕ پرٛ بتھ قسمُک موضوعات
وِپر اُوتھ دِتُن پننہِ توانأیی تہٕ تابأنی ہُنٛد ثبوٗت۔ یہِ چھےٚ سو شاندار تہٕ مقبول
ہیت یوسہٕ کأشرِ شأعری ہنٛدِس شعرس منز اکہِ شوٗبہِ دارمیلہٕ کنہِ ہنٛز حیثیت
چھےٚ تھوان تہٕ کلہم انسأنی تجربن ہنٛز رنگارنگی کھورٕ شورٕ وپر اُوتھ۔



# وٕژُن:

## کینہہ وَتھ پوٚچھ خصوٗصیژ

رتن تلاشی

''وٕژُن'' چھُ کاشُر زبأنی ہنز اکھ پرأنی تہٕ پٔنٕز شعرٕ ذاتھ۔ پٔنن وٕژن مے امہٕ سبہٕ زِ یہ شعرٕ ذاتھ چھِ أسی کأشرِ ادبہٕ کس ادبی توأریخ کس طلوع آفتابس ستی وُچھان۔ مُمکن چھُ زِ امہٕ رنٛگچ شعرٕ ذاتھ آسہِ سنسکرت کہِ زیرِ اثر وجوٗدس آمژ۔ ووٗنی گوٚو واتھ متلق ہکوٚ نہٕ شقہٕ پأٹھی کینہہ تہٕ وٕنتھ تِکیازِ گاہے ستی اژھِن واتھ آسہٕ کٔنی چھُ نہٕ یہ مُمکن زِ کأشرِ زبأنی منز آسہِ ہے نہٕ امہ رنٛگُک کلامہٕ موجود۔ چناچہِ سنٛگیت تہٕ گیوٚن چھُ دُنیہکین مختلف اہم تہذیبن ہنٛدی پأٹھی کٔشیرِ منز تہٕ قدیم کالہٕ پیٹھٕ اوسمُت۔ امہٕ سبہٕ ہکو وٕنتھِ زِ گیوٚن لایق کلام آسہِ ہےٚ ییتہٕ تہٕ، بامے سہٕ لُگہٕ بأتن ہنٛدس صوٗرتس منزے آسہِ ہے۔ سنسکرتس ستی چھےٚ اتھ صنفہِ سوٗخنس دو یوٗ وجہوٗ کٔنی تارِ کانٛہ کرنہٕ آمژ۔ اول امہِ صنفہِ ہنٛدِ ناوٕ لفظ کہِ ماخذ حسابہٕ ہے وُچھو ییتھٕ پأٹھی واکھ سنسکرت کہِ <sup></sup>لفظچ تبدیل شُدٕ صوٗرت چھےٚ تتھے پأٹھی چھُ ''وٕژُن'' لفظ تہِ ''وچن'' سنسکرت لفظچ تبدیل شُدٕ کأشر صوٗرت۔ دوٚیِم سنسکرت تہٕ جدیدِ ہنٛد آریأیی زبانن ہُنٛد گیت چھُ واریاہ حدس تام نغمگی، آہنگ تہٕ کیٛژ صنفی انہارو کٔنی وٕژنس ہم پلہٕ

باسان۔ ممکن چھُ زِ سنسکرت زیرِ اثر آسہِ ہے یہِ شعرٕ ذاتھ سنسکرت چھندوزن نظامہٕ نِش مُتاثر سپز مژ۔ معنہِ مفہوٗمہٕ موجب چھُ یوٗرپی ادبک "لیرِک" الہٕ پلہٕ وژنس ہم پلہٕ۔ لیرِک چھُ دراصل جرمنٕ زبانٕ ہُند لفظ تہٕ امیک موٗل چھُ "لایرا" یُس اکہٕ قسمُک ساز اوسمُت چھُ۔ اتھ سازس پٮ۪ٹھ گوٚنہٕ یِنہٕ واِلس کلامس اَسی لیرِک ونان۔ یعنی مطلب چھُ زِ لیرک اَسی تتھ کلامس ونان یُس سازس پٮ۪ٹھ گوٚنہٕ ییہِ ہے۔ "گیت" باپتھ تہِ چھُ سنگیت لابہٕ دی۔ ہندوستانٕ روایتہٕ مُطابق یُس کلامہٕ سور، پدتہٕ تالہِ پٮ۪ٹھ گوٚنہٕ ییہِ تتھ ونو گیت۔ "وژُن" تہِ چھُ گوٚنہٕ باپتھ موزوٗن کلامہٕ تہٕ موسیقیت چھےٚ امیک گٲنہٕ تہِ۔ گیت کِس مفہوٗمس منز چھُ سانہِ زبانٕ منز بیا کھ لفظ "بٲتھ"۔ بٲتھ لفظ چھُ عربی زبانٕ ہنٛدِ "بیت" لفظُچ کاشُر صوٗرت یمیُک لوغاتی معنی "کلام"، یا "شعر" چھُ۔ سنسکرت "وچن" لفظُک معنی چھُ "کتھ"، "قول"، "کلام" یا "کُنہِ عالمانہٕ تصنیفہِ ہُند حوالہٕ" یا "اچھ عبارت"۔ وژنس تہٕ بٲتس یوٚ دوے معنی مفہومہٕ رٕنگی کاشرِس منز کانٛہہ نوٚن پھیرِ چھُ نہٕ تہِ کُرتھ تہِ ہکو یہِ مانٛتھ زِ وژُن چھےٚ یٔژپاٹھی شوزادبی اصطلاح تہٕ بٲتھ چھُ موسیقی ہنٛدس مفہوٗمس تہِ وحاظ کران۔ ہندوستانٕ شعریاتہٕ مطابق چھِ گیت دون قسمن ہنٛدی۔ گاتر گیت تہٕ نیتر گیت۔ گاتر گیت گٔیہِ تم گیت یمن ہنٛدس گوٚنس منز صرف انسانٕی لہنٛگ دخل آسہِ تہٕ نیترٕ گیت گٔیہِ تم گیت یم سازس پٮ۪ٹھ گوٚنہٕ یِوان چھِ۔ ہرگاہ امہِ لحاظ وُچھوٚتیلہِ چھِ سانہِ زبانٕ ہُند "واکھ" گاتر گیتس ستی رلان تہٕ وژنس منز چھِ یم

دوشوے کُنی سپدان۔

یہِ کتھ چھِ بیشتر عالم مانان زِ وژنُک واٹھ چھُ ہندوستانٔی گیتکی پاٹھۍ اقدآری وزن نظامس ستۍ۔ مگر کینہہ وژن ہکن مقدآری وزن نظام چہ کھوچہِ تہِ کھٔستھ یوس فارسی شاعری ہُند خاصہٕ چھُ۔ امیک وجہ چھُ مقامی اقدآری تہٕ فارسی کہِ مقدآری وزن نظامٕچ سومِلہٕ مِش یوس فارسی ادب تہٕ زبانٔی ہنٛدِ زیرِ اثر یمن باہم سپز ہٕژ چھےٚ۔ امہِ علاوٕ چونکہِ وژنی شاعری اُس گوٚنٛج شاعری۔ فارسی دورس منٛز ترووٕ اتھ پٮ۪ٹھ ایرانٔی موسیقی تہِ پنٕن اثر۔ موسیقی منٛز تہِ آیہِ مقامی سازن ستۍ ستۍ ایرانٔی سازتہِ ورتاونہٕ۔ تہٕ ایرانٔی موسیقی ہنٛز کھوٚٹ لاٚگتھ آیہِ کاشرٮ۪ن باتن ہنٛز مقام بندی کرنہٕ۔

وژنس چھنہٕ بحیثیت ادبی صنف تہِ ہیتی انہار ورٕنگی یتھ پاٹھۍ کانٛہہ تہِ شقہٕ تہِ مقرر شناخت یتھ پاٹھۍ زن مثنوی یا غزلس پنٕنۍ صنفی لوٚازمات چھِ بلکہِ اتھ برعکس چھےٚ لچکدآری تہٕ یلہٕ گی اچ صنفی تہٕ ہیتی پھیرِ ہاوخوبی۔ مثلاً غزلکی پاٹھۍ چھنہٕ اتہِ ردیف قافیہِ ہوٚبن صنفی اصولن ہنٛز شٮ۪ٹھ پابندی۔ ووٚنۍ گوٚو لچکدآری باوجوٗد چھِ وژن صنفہِ ہنٛدی سرحد غزلس سان مختلف ادبی صنفن ستۍ تہِ رلان۔ کاشرِ زبانٔی منٛز چھِ وژنی شاعری منٛز ترٛٹھ شعرِ تخلیقہ تہِ شامِل یمن متعلق غزلُک بزٕونت سپدتھ ہیکہِ یا آسانی سان ہکو کھ غزل شاعری ہنٛدس زُمرس منٛز آوِتھ۔ تہٕ کینژن وژنن چھُ موضوعی تسلسل کُنی نظمہِ ستۍ تہِ ہشر۔ یا تہٕ زِ بعضے چھُ کُنہِ مخصوص موضوع چہ بُنیاز پٮ۪ٹھ یوٚہے وژن

بدل موضوعی صنفہِ ہُند ناور ٹان ۔مثلاً نعت، لیلا، رنگ ، ڈولکہِ شعر یا لکہِ
شأعری ہُند لڑی شاہ بیترِ ۔

بہر حال امہِ باوجوٗد ہیکہِ وژنکس صنفی ساختس منز کینژن خصوٗصیتن
ہنز نشاندہی کرنہٕ یتھ ۔کینہہ نقاد چھِ ونان زِ وژنس یُس چیز وژُن بناوان چھُ
سہٕ چھُ گوٚ وامیک ووج ۔مگر چھر اووجی یوت ہکہِ نہٕ وژُن بناوِتھ تِکیاز امہِ برونہہ
تہِ گژھِ اکھ مصرعہٕ آسُن یتھ ستیٚ ووج مصرعہٕ مقف آسہِ ۔وژنکس اتھ دٔسلأبِ
مصرعس چھِ ''ہُر'' ونان یمہِ پتہٕ وکھنے مصرعہٕ یوان چھُ ۔یُس ووج بنتھ پوٚرِ
وژنس منز پرٛ یتھ بندس ستیٚ دوہراونہٕ یوان چھُ ۔مثلن :

مےٚ ہا کری ژیےٚ کتی پوشہِ دسوانے          چھاو میأنی دانے پوش

کینژن وژنن منز چھِ یم دٔسلأبِ ہُری مصرعہٕ تہٕ وکھنے مصرعہٕ کہِ دوگناونہٕ
تہِ آمتیٚ ۔شاید کینژ ھایہِ آغاز ک بندژ مصری بناونہٕ باپتھ ۔مثلن :

ٹُلکھنا پرِدٕ مستانے          وولو بےدردٕ جانانے
گُل وٕبُلبل چھِ دیوانے          وولو بےدردٕ جاناے

تُکبندی یا قأفیہ بندی لحاظ ہیکہِ امہِ ابتدأیی بندٕچ ترتیب یتھٕ پأٹھی آستھ :

الف ـــــ الف          یا          بعضے الف ـــــ ب

مثلن الف ـــ الف ترتیب چھےٚ پٹھ کنہِ دِنہٕ آمژٕ دۄیمہِ مثالہِ منز
تہٕ الف ـــ ب طرح چھُ گوڈنچہِ مثالہِ منز ٹاکارٕ ۔وکھنے مصرعہٕ پتہٕ چھِ مختلف
بند آسان یمن ہُند تعداد مُقرر چھُنہٕ ۔یم ہیکن کم تہٕ آستھ تہٕ زیادٕ تہِ ۔بندن

تہٕ بندن باہم تہٕ چھُنہٕ کانہہ منطقی ربط۔ بند چھِ بیشتر پاٹھۍ ژورن مصرعن پیٹھ مشتمل آسان یمو منزٕ ژوٗرِم مصرعہٕ وِکھنے مصرعُک دوہراو آسان چھُ۔ بندس منز تہٕ چھُ نہٕ مصرعن ہُند تعداد گنڈِتھ۔ تہٕ زن گوٚو بعضے ہیکہِ بند ترٛن مصرعن پیٹھ مشتمِل آسِتھ یتھ منز ترٛیم مصرعے ووج بنان چھُ۔ ووج چھُ دراصل اکھ سو پنہ داو یمہ ڈٕسی وژہٕ نکھن الگ الگ بندن ہُرِ مصرعس ستۍ جوڑ لگان چھُ۔ مگر ووج چھُ باضے ہُریمانہٕ تہٕ بنان تکیا زِ شعرُکس تکمیلس منز چھُنہٕ اتھ اکثر کانہہ تہٕ دخل روزان۔ بٔلکہِ چھِ تِتھۍ تہٕ وژن ییتہِ شعر دوٚنی مصرعن منز مکمل سپدان چھُ تہٕ ترٛیم شعر تہٕ چھُ محض ووجکہِ مصرعُک قافیہ انتہٕ رِچہِ مجبوری باپتھ لاگُن پیوان۔ ''وٲجس'' متعلق ہکو شاید یمہِ انمانہٕ تہٕ غور کٔرِتھ۔ سہٕ گوٚو یہ زِ باسان چھُ زِ وژنس منز چھُ نہٕ ووج گُنہِ معنوی تکمیل یا تخلیقی تجرب چہِ مجبوری باپتھ ورتاونہٕ آمُت بٔلکہِ باسان چھُ نغمگی وو تلاونہٕ تہٕ اجتماعی طور گیوٚنس لایق بناونہٕ باپتھ۔ یعنی أسی ہکوٚ وٗنِتھ زِ اَمِچ تحریک چھُنہٕ شعری تجرُبہٕ بٔلکہِ گیوٚن یتھ منز چھرا انسانی لہنگ یا موسیقی تہٕ آوازِ ہُند دخل آسہِ ہے۔ وژن ترایہِ ہنز یہِ شاعری آس مُلہٕ تلہٕ گیوٚنچ شاعری تہٕ وژنہٕ کِس گیوٚنس منز چھُ ووج مصرعُک دوہراونہٕ صرف اکھ طرح تہٕ لے وو پداوان بٔلکہِ اصل گیوٚن وٲلِس علاوٕ باقے سازندرن یا پوٗرٕ جماتچہِ شرکت وتھ ہموار کران۔ تمی چھِ أسی تم وژن تہٕ وُچھان ییتہِ وژنُک بند دون مصرعن منزے مکمل آسنہٕ باوجوٗد اتھ ستۍ ووج تِتھۍ کرنہٕ آمُت چھُ۔ مثلاً:

وٲری وٕبن ستۍ وارٕ چھس نو      چارٕ کر میون مالٕنیو
گرِ آبہٕ دڑالیس آبہٕ ئٹس      نۆٹ مےٚ پھٔٹمو مالٕنیو
یا مےٚ دِی تو نٹہِ نۆٹا      نتہٕ نٹہِ چے ہارٕ مالٕنیو

امہِ پتہٕ چھُ ووج مصرعُک دوہراو، ''وٲری وٕبن ستۍ''۔ یُس ٹاکارٕ پٲٹھۍ گوٚنچہِ مجبوٗری ہُنٛد باس دِوان چھُ۔ غزل گوٚنس دوران تہِ چھُ ووج نہٕ آسنہٕ باوجود مطلع شعرٕکۍ دوٚشوے یا اکھ مصرعہٕ ووجکۍ پٲٹھۍ دوہراونہٕ یوان۔ گوٚن مجبوری کِنۍ چھُ بندس منٛز ترٛییم مصرعہِ تہِ آمُت یتھ ستۍ پتہٕ ووج لاگنہٕ یوان چھُ۔ چاہے امہِ ستۍ شعرٕکس معنوی پہلوٕہس کانہہ تہِ سوٗچھ سپدان اوس یا نہٕ سپدان اوس۔ وزٔن گوشاعرس چھُ لیہِ لہلاوس کُن خاص توجہ روزان۔ چناچہِ کُنہِ تہِ زبٲنۍ منٛز چھےٚ زیچھِ آوازٕ زیادٕ مترنم مانٕنہٕ یوان۔ تہٕ یہِ کتھ چھےٚ کٲشرِ زبٲنۍ متعلق تہِ صحی۔ وزٔنن منٛز وُچھوٲسۍ لیہِ ووپداوٕ باپتھ بیشتر پٲٹھۍ زیچھن آوازن ہُنٛد ورتاو۔ کاشرٕن وزٔنن منٛز چھےٚ اکھ دلچسپ خوٗبی۔ اول یہِ زِ بیشتر وزٔنن منٛز چھِ مصرعہٕ اند ''او'' ''آ'' ''یا'' ''ے'' ہشن زیچھن آوازن پیٹھ انٛدواتان۔ امی تراپہِ کِنۍ چھِ مصمتن ستۍ زیٹھۍ مصوتہٕ لاگنہٕ یوانِ۔ دوٚیم یہِ زِ یوٚدوے کانٛہہ مصرعہٕ اند کُنہِ مصمتہٕ آوازِ پیٹھ انٛدواتان آسہِ تہِ یہِ آواز آسہِ غارٕ تھوٚپِ مصمتہٕ۔ تھوٚپِ آوازِ وٲلۍ قافیہِ یا مصرعہٕ انٛد چھِ کاشرٕن وزٔنن منٛز عنقا۔ شایدامی کِنۍ زِ تھوٚپِ آوازن چھےٚ موسیقی ہنٛز لہر ووپداونچ توژھ باقے ورگہٕ چِن آوازن مقابلہٕ کمے۔

یتھ پاٹھی بروٚنہہ تہٕ ونہٕ آوزِ وژنچ پھیرٕ ہاوخوٚبی چھےٚ اچھ لچک تہٕ ییلہٕ گی ۔ یہ خصوٗصیت چھےٚ امچہ قاۂفیہ بنٛدی منٛز تہٕ درٛینٛٹھی گژھان ۔ وژنکین مصرعن منٛز چھُ نہٕ غزلکی پاٹھی قاۂفیہ ورتاو ۔ تہٕ نہٕ چھےٚ غزلکی پاٹھی مقرر جاے ۔ اتھ منٛز ہیکہٕ مصرعک کوٚڈنیک لفظ تہٕ قاۂفیہ بنٛتھ تہٕ مٔنزِم تہٕ یا أندِم تہٕ ۔ بعضے آسہٕ نہٕ ووج مصرعہٕ کس رٔدیف قاۂفیس ستی کانٛہہ تہٕ ہشر ۔

ہندوستانٛی شعریات مطابق چھُ ''گیتُک'' بُنیأدی رس ''شرنگاررس'' ۔ یہ چھُ کاشرس وژنس متعلق تہٕ صحی ، خاص پاٹھی لولہٕ وژنن متعلق ۔ وژنکی اصل خدوخال کڈی حبہ خوتونہٕ نٛی تہٕ تسنٛد ے پیٹھ بنیہ یہ صنف ہتہٕ وادن ؤرین ہنٛدِ خاطرٕ کاشرِ ادبچ غالب صنف ۔ حبہ خوتونہٕ ہنٛدِ ن وژنن ہنٛد مرکزی موضوع چھُ ''لول'' ۔ یتھ منٛز عاشق معشوق سُنٛد ہجرتہٕ وصلک ہمسوٚہ یا شادمانٛی اظہارلبان چھےٚ ۔ یوٚ ہے لول چھُ کاشرِ صوفی شاعری منٛز تہٕ مرکزی محرک قوٗتھ بنان ۔ یتھ منٛز عارف تہٕ ابدی حقیقژ ہنٛدِ پوشہٕ ونہٕ ملکی نغمہٕ چھِ ۔ لولہٕ وژنن منٛز چھُ خیالہٕ کھوتہٕ وقتی احساس پیٹھ زورتہٕ ژھوٚٹ تہٕ موخصر ذأتی وأرِی داتھ ، حأری ثات تہٕ أندرِی مژر کیوٚ گڈرن حال چھُ یژ پاٹھی وژن شاعری منٛز اظہار پراوان ۔ لہجہ کٔنی چھُ اکثر وژنن منٛز ''آلوٚ'' رنگ تہٕ ووندٕ سنٛز وٚمنٛز ییم آلونیرنہٕ سبہٕ چھُ یمن پیٹھ باوکھ سنٛز شخصیت غالب روزان ۔ ووٚنی گوٚ ییہ آلو چھُ نہٕ باوکھ ہنٛدِ دُنیہکس چوگردس تامے محدوٗد ۔ بٔلکہ چھُ امیک مٔنزلِ مقصود بوزکھ ۔ تہٕ بیشتر وژنن منٛز چھےٚ باوکس ستی ستی بوزکھ سنٛز موجودگی

تہِ درینٹھمان روزان۔یتہِ باوکھ بوزکھس برونہہ کنہِ بوس ژھانژھناونس منز محوروزان چھُ۔یم لولہِ وژنن منز عاشق معشوق ہندِس صورتس منز برونہہ کُن یوان چھِ۔بیشتر وژنن منز چھُ عاشق زنان تہِ معشوق مرد۔شاید ہیکہِ یہ لگہِ باتن ہُند اثرآستھ۔نسوانی لہجس منز ہجر وصلہٕ کین جذباتن ہندِ اظہارٕ کنی چھُ وژنن ہُند لہجہِ پُرسوز۔یتھ منز جذبن ہنز شدت تابانہٕ روزان چھےٚ۔ووٕنی گوٚو تتھی لولہِ وژن تہِ چھِ یمن منز عاشق مرٕد چھُ۔مثلن روٗسُل میر سُند ''شوٗبہِ شاباش چانہِ پوٚت ژھایہِ لولو''۔وژن شاعری منز گژھن رومانی ترایہِ ہندی وصف درینٹھی یتہِ شعرٕ کردار پننہِ حقیقی چوگردٕنش اَچھ پھرِتھ پننہِ ووندک دُنیا بساونس تہِ لولناونس درپے روزان چھُ۔ووٕنی گو واتھ دُنیہس منز نہٕ چھُ تس ووپرآزی ہُند باس گژھان تہِ نہٕ جدید نظمن ہندِس شعرٕ کردار ہندی پاٹھی تنہائی ہُند۔بلکہِ چھےٚ اتہِ حقیقی دُنیامنہ مون نہٕ زانہٕ کنی تنہائی منز راونچ کل نزٕ خوف۔خاص پاٹھی لولہِ وژنن منز یوٚ دوے دوکھ،وودآسی تہِ دوربٕ باوتھ لبان چھُ،اما پوٚزاچ چارٕ جویی تہِ چھےٚ۔تہِ سو چارٕ جویی چھےٚ شعرٕ کردار سنزِ شخصیژ نیبر کُنہِ ماورائی محبوبہٕ ہندِس صورتس منز تہِ کُنہِ غارٕ ماورائی محبوبہٕ ہندِس صورتس منز۔

وژن صنفہِ چھُ پننہِ زبان واظہار کہ حوالہِ کاشرِ تہذیبی زندگی ستی نمک تہِ ماژک رشتہٕ روٗدمُت۔اَمِچ نغمگی چھےٚ سانہِ تہذیبی زندگی تہِ لسانی ٹُلہٕ ترأو کہِ پرنہِ چھانہِ نیرِتھ مزازس تہِ مزاقس موافق تہِ مطابق۔وژن شاعری

ہنٛدی مۆل چھِ سانہِ تہذیبی زندگی منٛز سرٕنی پأٹھی پیوستہٕ۔ مانوس اجتماعی علامژ، روایژ تہٕ ویدی موروض چھِ یژھِ شاعری ہُنٛد خاصہٕ ییمہِ سبہٕ اکثر وژنی شاعری سادٕ تہٕ سہل بنیمژ چھےٚ۔

وٕنٛی پوٚری پأٹھی ہیٚکو وژنس منٛز یم کینہہ خصوصیژ بدٕ کڈتھ۔ نغمگی دأ خلیت تہٕ جذبن ہنٛز شدتھ۔ نغمگی ووتلاونہٕ تہٕ لےٚ مُدراونہٕ باپتھ چھِ وژن گو شاعرن صرف قافیہٕ ردیفن ہنٛدی ترتیبہ جایہ سٟتۍ رنگہٕ رنگہٕ تجربہ کران بلکہِ چھِ آوازن تہٕ لفظن ہنٛدس تجنیس کامہِ لأگتھ موسیقیت ووتلاوان۔ وژنن منٛز چھےٚ جذبأتی قدرن نغمأتی لہرن منٛز تبدیل کرنٛچ عمل کارفرما روزان۔ امہِ سبہٕ چھنہٕ وژن گو شاعر محض لفظن موسیقی ہنٛدس سانٛچس منٛز پیوستہٕ کران، بلکہِ چھُ سُہ جذبن مترنم الفاظن ہنٛزِ آوازِ منٛز تبدیل کران۔ جذبہٕ چھُ آوازِ ہُنٛد قالب پراوان تہٕ آواز لیہ ہُنٛد تہٕ لےٚ موسیقی ہُنٛد۔ بقولہِ لاسیلز ابار کراسے چھِ یژھِ شاعری منٛز زبأنی ذٟسی خوش کرٕون سنگیت تخلیق کرُنک رُجحان تخلیق کارس لفظٕ ورتاوس منٛز وتہٕ ہاوٕک بنان۔ امی چھُ وژنن منٛز لفظن ہُنٛد عام تلفظ برعکس وژنچہ لیہِ مطأبق لفظن ہنٛزِ صوٗرت ڈالنٛک رُجحان تہٕ۔ خاص پأٹھی چھِ لفظ زٕ ٹھراونہٕ یوان۔ مثلاً دِلبر بدلہٕ دِلبرو، بألی بدلہٕ بألی یے، پری بدلہٕ پوٚری یے۔ امہِ عملہِ ہنٛدی کٕنی چھِ ترنم ووتلنہٕ علاوہ مصرعن باہم ماترین یا روکنن ہنٛدس تفرقس تہٕ ژھیدُن سپدان۔

موجوٗدٕ دورس منٛز چھےٚ یہ صنف وونی صدی وادن ہنٛز حکمرأنی ترأوتھ

مُرِ دیاڈِ مِ آیہِ لوٚب کُن ہتھ تہٕ باسان چھُ زِ ووٚنی چھےٚ ژھوکیمژٕ۔ بہر حال وژُن چھُ سانہِ شعرِ توٲریخ کِنہٕ کُنہٕ تہٕ أمِ صنفہِ چھِ پتھ کالہِ نہٕ صرف اسہِ حبہ خوتون، محمود گامی تہٕ مہجور ہِوی کوہنہٕ مشق شاعر دِتی متی بٔلکہِ موجودٕ دورکیوٚ نمایندٕ شاعروتہِ چھُ نوینہٕ شعری صنفہٕ ورتاونس ستی ستی وژن صنفہِ تہٕ گوڈبوٚ رمُت۔



# وان: اکھ تعارُف

غلام نبی آتش

دوہدِش یسلہٕ پأٹھۍ ورتاونہٕ یِنہٕ وول لفظ ''وان'' چھُ لغوی معنہٕ یو علاوٕ کٲہیاہ لفظن ہُنٛد پوٚت لوٚگ تہٕ بروٚنٛہہ لوٚگ بٔنتھ نٔوۍ محاورٕ تہٕ نوٕ ترکیبہٕ بارسس أنتھ معنہٕ ین ہٕنٛدۍ سمندر پیش کران۔ ''وان'' گوو دُوکان، داتھر، کارخانہٕ، آواز، نِیاے، ہٹھ، کارٕ وول، دانٛدٕ البانہٕ ستۍ زمین وایِن بیترِ[1]۔ یتھہٕ پأٹھۍ مثالے کھارٕ وان، بزازِ وان، تِلوأنۍ وان، عدالژ وان، ووٗرۍ وان، کنہٕ وان، ڈیڈۍ وان، باغوان، وانہٕ وول تہٕ وانہٕ موٚنٛڈ وغارٕ لفظ ورتاوس منٛز چھِ یایم تہٕ تِتھۍ ہوۍ واریاہ محاورٕ: ''تھانس مول وانس پٹھ''، ''وانہٕ وانہٕ بانہٕ ہٹھ پھیرُن''، ''وانہٕ وانہٕ پھیرِتھ نانہٕ پیوٚو وے ناوٕ''، ''وان وہراوُن''، ''وان بڈاوُن''، ''وان وُٹُن'' تہٕ ''وان لاگُن''۔ اما پوٚز بیٛاکھ معنہٕ چھُ اتھ لفظس ''وُدُن''۔ اصطلاحس منٛز چھِ ''وان'' تِمن خاص منظوٗمن ونان یِم بروٚنٛہہ کالہٕ کأنٛسہٕ ہٕنٛدِس مرنس پٹھ لہر ترأوِتھ وکھناونہٕ یوان آسۍ۔

ژھنہٕ ژھُدایہٕ تہٕ جورِ جُدایہٕ ہُنٛد دود تہٕ دوکھ محسوس کرُن تہٕ اچھ باوتھ کرٕنۍ چھُ اکھ خاص جذبہٕ یُس انسانس ازلے عطا چھُ کرنہٕ آمُت۔ حالانکہٕ

حیوان تہٕ چھِنہٕ امہِ نِش مُچھ۔ انسان بامے کُنہ تہٕ مُلکس منٛز روزان آسہٕ، سُہ چھُ کانٛسہٕ ٹاٹھی ہنٛدِس مرنس پتھ باکہٕ ژھٹان تہٕ وبد اکھ وِلاپ دِوان۔ یِہ عمل چھُ پرٛتھ قومس منٛز پتہٕ وتھ چلہٕ وُن رٕ دمُت۔ ودن لہرن منٛز دگ، دوکھ تہٕ دود باوُن آووارٕ وارٕ کٔہی یاہ قومن منٛز اکھ دھارمِک رسم مانہٕ۔ کٔشیرِ منٛز تہٕ چھُ مرنس پتھ وِلاپ دِیُن سبٹھاہ پرٛون رسم۔ حتاکہِ رامایِن، مہابھارت، ویدن منٛز تہٕ بٔیین واریاہَن دھارمِک گرٛنتھن تہٕ پوٗتھن منٛز چھُ تھدِ تھدِ وِلاپ دِنہٕ کہِ دھارمِک رسمُک ذکر موجود۔ کرمہٕ کانڈ کِو رسمو مطابِق چھُ کانٛسہِ ہنٛدِس مرنس پتھ، تِہنٛدِس گرس منٛز انگن اَشناون، اولادن تہٕ زُرہَن دہن دوہَن تام ہٕتھے ماتم کرُن پیوان۔ یِمن دوہَن دوران چھِ واریاہ رسم یوان پالنہٕ، اما پوٗز دوہے چھِ صبحٲے وان پرٕنہٕ یوان تہٕ شامس کتھاہ بوزناوِنک بندوبست کرنہٕ یوان۲۔ یِمو وانو وبد اکھو ذریعہِ یہ کینٛژھاہ وننہٕ وکھناونہٕ یوان اوس، رسہٕ رسہٕ سپُد سُہ لُکہٕ بٲتن ہنٛدی پٲٹھی اکہِ پُیہٕ پتھ بٔییس پُیہٕ تام سینہٕ بہ سینہٕ منتقل، یِمو موزون وبد اکھو تہٕ وِلاپو پرٛآو منظوٗمن ہنٛز صورت تہٕ یِم آیہٕ لُکہٕ شاعری منٛز ماتمی بٲتن ہنٛزِ صنف مانہٕ۔ وانکی ہُری چھِ ژھوٚٹی ژھوٚٹی آسان مگر یِم آسی زیٹھ تانتھ کھارِتھ قرارٕ سان وکھناونہٕ یوان۳۔ عام لُکہٕ بٲتن ہنٛدی پٲٹھی چھِنہٕ وانن ہنٛز مصرعہٕ گرٛہنٛد مشخص۔ کانٛہہ وان چھُ ز مصرعہٕ، کانٛہہ ژور یا شےٚ مصرعہٕ وول تہٕ۔ ؤں گو ولُکہٕ بٲتن ہنٛدی پٲٹھی چھِ وانس واریاہ ووجہِ مصرعہٕ تہٕ واٹنہٕ یوان۔ ژھوچن بحرن منٛز وننہٕ آمتی

یم وانہٕ مصرعہٕ چھِ تتھے پاۓٹھی زیٹھہٕ راۓوِتھ پھِری پھِری وکھناونہٕ یوان یتھ پاۓٹھی بٹہٕ ونہٕ وٕنکی ہُری وَنونہٕ یوان چھِ۔ گوڑ گوڑٕ اٰس کانٛہہ خاص معتبرتہٕ تجربہ کار بزرگ زٕنی وان پرٕنہٕ چہِ عملہِ ہنٛز پیشوٲیی کران تہٕ باقے زنہٕ آسہٕ تسٕنٛدی سے آرتس منٛز تمے وانہٕ مصرعہٕ تُلان یمہٕ سو زٕنی وکھناوان اٰس۴۔ حالانکہِ امی طریقہِ اوس بٹہٕ ونہٕ وُن تہِ پیش یوان کرنہٕ۔ دونٕوٕنی منٛز اٰس یہٕ بار فرق زِوان اٰسی ماتٔمہ ہُری تہٕ ماتٔمہ ماحول اٰسی پاۓدٕ کران تہٕ ونہٕ وُن ہُری اٰسی خوشی تہٕ شادمانی ہُنٛد ماحول ووتلاوان۔

وَق گذرنس ستی آیہِ وان پرنٕچ ذمہٕ داری تٔمی سے معتبر زنہِ پٔشراونہٕ یوسہٕ گوڑ گوڑٕ ودن وانہٕ چہِ اتھ مجموعی عملہِ پیشوٲیی کران اٰس۔ وٕں اٰس یہے زٕنی صحاۓ دٕہن دوٕہن وان پران۔ اُمس چھِ وانہٕ رٟنٛز تہِ ونان تہٕ وانہٕ گرتہِ۔ یہٕ اٰس سیٹھاہ عزت دار یوان مانٛنہٕ تکیاۓ زِ اُمس اٰس کرمہٕ کانڈ کٔبن رٕسمن ہنٛز پورِپوٚرزانکاری آسان۔ لُکھ اُسس عزتہٕ سان ڈالہِ تہٕ بخشایشہِ دِوان۔ اماپوٚ زوارِ وارِ بنوامہِ وانہٕ گرِ یہٕ کارپٔنٕن پیشہِ۔ وان پرٕنگ تہٕ وانہٕ گرِ ہُنٛد ذِکر چھُ ابراہم گریرسنس[5] علاوٕ واریاہو ملکی تہٕ غارِ ملکی تذکرٕ نگارو تہِ کوٚرمُت۔ وانہٕ رٕنٛنن اوس زبر چلے جاو، اماپوٚ زرسہٕ رسہٕ آووان وکھناوٕنگ یہٕ رسم وٲنٛسٹھ لُکن ہندِس مرنس تام محدود کرنہٕ۔ موردیوٚت وٲنٛسٹھ آسہٕ رسم تہٕ رواج تہِ چھِ آسان تیتی زیادٕ۔ اڈٕ ژٔٹس چھنہٕ یوان زیادٕ آڈمبر کرنہٕ[6]۔

بٔڈس چھنہٕ صحاۓ وانہٕ گرِ ہنٛزِ پیشوٲیی منٛز شرٕہن باۓژن ہندِ ذریعہِ وانہٕ باکھ

یوان تراونہٕ، مثالے یہِ وان:

یارٕبل وق اوے مأج یے ہندرِ وُز تے مأج یے
دیا ئنک وق اوے مأج یے شرانگ وق اوے مأج یے

وانن ہُند مؤلہٕ موضوع چھُ دوکھ تہٕ ماتم، یمن ہٕندی بنیأدی بناون وألی تہٕ ونن وألی چھِ تتھے کُنہِ نا معلوم یتھ کُنہِ لکہٕ شأعری ہنزن باقٕے صِنفن ہٕندی مؤلہٕ تخلیق کار اوّیدی چھِ۔ یم چھِ زیادٕ پہن زنانن ستی منسوب تہٕ لکہٕ وٕژ ترِس منز گردِشس منز روزنہٕ سببہٕ چھکھ علاقہٕ وار وکھنیہِ پھیرِ تہٕ۔ وٕں گوو یمن منز چھِ خاص پأٹھی دوہہِ قسمکی خیالات باوتھ لبان۔ کینژن منز چھِ مرن وألی سٕندن صفتن تہٕ تسٕندس دنیأوی بجرس کیوٚ دھار مِک کامہٕن پڑ اپزِ تھُر یوان کھارنہٕ۔ یُمس پزی یم صفت آسہٕ ہَن تِمس تعریف کرٕنی گیوو آسی تھے مگر یُس یمو نِش مُچھِ آسان اوس تس تہٕ آسی ہوٚل گنڈتھ ئلی تعریف یوان کرنہٕ، ہُپأری چھُ شاستر ومطأبق ضروری زِمرن وألی سُند گرٕ شھرِ رُتے رُت وننہٕ ئِن۔ یتھہٕن وانہٕ مصرعن چھُ وأجس ووج واٹنہٕ یوان مثلن:

مأج درایہ لبہِ تٔلی گاہ تراوان مأج درایہ لبہِ تٔلی گاہ تراوان
شُرٕہن ہُنٛد چھِس تھیکہٕ ناوان زُرٕہن ہُنٛد چھِس تھیکہٕ ناوان
دژٕہن ہُنٛد چھِس تھیکہٕ ناوان مأج درایہ لبہِ تٔلی گاہ تراوان



بَب گوو بُرزُل باغ اندر نوشہِ کورِ انہٕن کیٛاہ سوندر

ویداہ پۆرُن کیاہ زبر  یوگ یوگ سۆرُن کیاہ زبر
سمیاہ کۆڈُن کیاہ سوندر  بَب گوو بُرزُل باغ اندر

وانن ہُند دۆیم قسم چھُ سُہ یتھ منز تم دوکھ باونہٕ یوان چھِ یِم مرن وأل
ہٕندۍ ٹاٹھن تہٕ تہندِس گرس وٕتراونی پیوان چھِ ۔ مرن وول بزرگ یِیلہِ
دھن دولت وول تہٕ سما جس منز رٕژ پرتیتھ تھاون وول آسہِ ، تہندِ مرنہٕ پتہ
پۆت وانن پرتیتھ راوان تہٕ ڈۆکھ چھکھ نیرتھ ژلان ۔ یتھ وانس منز چھُ گرٕ
چہِ مرن واجنہِ بزرگ زنہِ ''بِلِی یارِ ہُند نانہٕ گنڈ'' ونہٕ آمت ۔ اتھ تشبیہأتی
ترکیبہِ چھُنہٕ شاید کلہم کأشرِ شأعری منز بیٚیہ کُنہِ جایہِ نیب یوان ۔ گرٕچ بزرگ
زٕنی چھےٚ سارنۍ بأژن یکجا رٔٹتھ مُشترکہِ خاندانس واوُرلگنہٕ نش بچاوان ،
بلکل تتھے پأٹھۍ یتھٕ پأٹھۍ ٹُرنن ، کانہن تہٕ باڈچ بِلِی یأر ، تیٚلہِ سُوتہٕ ڈر روزان
چھےٚ یِیلہِ تتھ منزِم ارٕ ورٹُرن ، یتھ نانہٕ ژُرن یانانہٕ موٗرتہِ ونان چھِ ، منزِ موٗمظبوط
گنڈ وٕستی سُوتہٕ چیر رٔٹتھ آسہِ :

بِلِی یارِ نانہٕ گنڈ یلہِ گیہِ ہم  ونتے مأجی کوٚت گیہِ ہم
زِپھ مالہِ تلَے سرٕ گیہِ ہم  ونتے مأجی کوٚت گیہِ ہم
پۆزایہِ تلَے سرٕ گیہِ ہم  ونتے مأجی کوٚت گیہِ ہم

موردن ڈٕری گنڈی گنڈی ودنک تہٕ وان پرنک رسم کوتاہ پرٛون چھُ ، اتھ
متعلق شقہٕ پأٹھۍ کینہہ وَنن چھُ مشکل ، وٕنۍ گوو ماتم کرُن تہٕ دوکھ باوُن چھُ
تیٚوٗتے پرٛون یوٗت انسان بجاے خود پرٛون چھُ ۔ تم کأشری وان کرآیہِ

گنڈنہٕ یِم کاشُری بٹہٕ حال حال تام پران تہٕ ورتاوان اُسۍ تہِ چھُنہٕ معلوم۔ حالانکہِ وان پرنُک تہٕ پرناوُنُک قدیم رسم گوو رسہٕ رسہٕ گاٗل کھاتس۔ نہ رُؤدی وانہٕ ہُری محفوظ تہٕ نہ روزٕ وانہٕ گرِ موجود۔ اوہند ناو چھُ ووُنی لگہٕ وُؤترِس منز محض لوٗسۍ متہِ کردارٕ رٔنگی ہنہٕ یوان۔ موتی لال ساقی تہٕ شام لال پردیسی کیو سومناتھ سادھو ہنزِ کوششہِ ستی نے کلچرل اکاڈمی طرفہٕ شایع سپدیمژن لگہٕ شاعری ہنزن جلد (۵) تہٕ جلد (۷) سومبرنن منز گُل بلِ ستترِ ہہ (۳۷) وان شاٗمل سپدی متی آسہٕ ہن، شاید سپدِ ہے نہٕ از نموٗنہٕ باپتھ تہِ کانٛہہ وان دیستاب۔ وُنی کین چھُ اَسہِ نِش امہِ رٔنگی یتِے سرمایہِ موجود۔

اسلام کشیرِ منز عام سپدتھ تہِ اوس لوٗکن منز مرن والین ہندِ باپتھ وبد اکھ دِنہٕ ستی تہٕ لُلل کرنہٕ ستی ماتم کرنُک رواج۔ اتھ طریقس اُس نہٕ بٹن ہندِ دھارمِک طریقہٕ وان پرنہٕ نِش زیادٕ فرق۔ حالانکہِ مسلمانن منز تہِ سپُد اَکِس مخصوص زنہِ ہندِ ذریعہِ موردس ودِنُک، لُلل واٗنی کرنُک تہٕ وبد اکھ دِنُک رسم شروع۔ اُمس زنہِ اوس باضابطہٕ معاوضہٕ یوان دِنہٕ۔ یہٕ اُس وانہٕ گرِ ہندی پاٗٹھی ماہرٕ تہٕ تجربہٕ کار آسان۔ اُمس اُسۍ ''ریٖنٛژہٕ گر'' ونان۔ ''ریٖنٹ'' گوو ودن وان لاگُن، ''ریٖنٛژھ لاگٕنۍ'' گوو اگادِ گرٛژھُن، تھچھ نہٕ ژٹُنی۔ چونکہِ یہِ ماہر زنٛی اُس وانہٕ گرِ ہندی پاٗٹھی وبد اکھ زیٖٹھہٕ راتھ پھران تہٕ پھِران، اوے پیوٗس ''ریٖنٛژہٕ گر'' یا ''ریٖنٛژھ'' ناو۔ ریٖنٛژہٕ گرِ یا ریٖنٛچہِ ہندِ ذریعہِ موردن ودناونکہِ رسمُک نیب چھُ حضرت شیخ نور الدین ریشی

ہِندِس یتھ شرٕ کس منٛز تہٕ پاتھان، یِیلہِ تم ونان چھِ زِ ''ریٚنٛژھ چھےٚ بیٚین ہِندِ دوکھہٕ منٛزے پنٕن سوکھ پرٛاوان''۔

ہوٗنِس واٲسِر پیٹھہٕ سوٗر لارے — برٛٲرِس گجہِ أندرے سوکھ

ریوٗ شاہ ونٕن خدایے گارے — ریٖنٛچہِ چھُ دوکھےٚ سوکھ^8

آخرٕ تہٕ موکلیوو یہٕ رسم تہٕ، ریٖنٛژہٕ گرٛگیہِ محض أکس سوریمتِس لُکہٕ کردارٕ ہِندی حیثیتہٕ لُکہٕ ہٕ ترِس منٛز جاے پرٛاوِتھ تہٕ بس۔

وان صِفنہِ ہُند دوٗیِم اہم پہلوٗ چھُ یہٕ تہٕ زیٖم وان کٲشرٕن مرثین منٛز موجود چھِ تمن چھےٚ نہٕ صرف بٹٕن ہِندٕن وانن سٟتؠ مشابہتھ بلکہِ چھِ أکی ہے فارمہِ منٛز گنڈنہٕ آمتؠ۔ حتا کہِ کٲشرِ زبٲنؠ منٛز چھُ کربلاے وانن ہُند اکھ موٗلُل خزانہٕ موجود۔ کلاسکی مرثین منٛز چھےٚ کربلاے وانن واریاہ صوٗرژا اختیار کرمژٕ۔ ''کٲشر مرثی ہُند تواریخ'' کِس تازٕ ایڈیشنس منٛز چھُ شاہد بڈگامی ویٚژھناوِتھ ونان زِ ''وان'' چھُ کٲشرِ رثٲیی شاعری ہُند آگُر^9۔ تمو چھُ لیوٗ کھمُت:

''اسلام یور واتنہٕ تہٕ کٔشیرِ منٛز کربلاکین شہیدن ہنٛز عزاداری شروع سپدنہٕ پتھ گیہِ اجتمٲعی رنگس منٛز کٲشر مرثی شروع۔ اوٚکنؠ یہٕ کینٛژھا اسلام یور واتنہٕ پتہٕ کربلاے مرثی ورٲے کٲنسہِ ہِندِس مرنس پیٹھ وان کِس صورتس منٛز ونہٕ یا لیٚکھنہٕ آو، سُہ گوو رسہٕ رسہٕ محدود تہٕ زمانوترٛ ووانفرادی حاری ثاتن ہِندی پاٹھی پتھ کُن مُشرٛاوِتھ، البتہٕ ''وان'' فارم آیہِ کربلاکین ظلمن باوتھ کرنس منٛز سبٕٹھاہ راس۔ کٲشر مرثی ہنٛز ابتدٲیی شکل چھےٚ بلکل ''وان'' ہِش۔

ہتہٕ وادٕورِ ییٚن دوران یمہٕ کأشر مرثی لیکھنہٕ آمژ چھےٚ ،تِمن منٛز چھِ جایہٕ جایہٕ ''وان'' یاوأنی مصرعہٕ موجود۔ وان یاوأنی مصرعہٕ چھِ اکثر ذاکر مجلس منٛز وجدٕ کِس حالتس منٛز پران۔ کربلا کِس دلدوز واقعہس وہٕ ھناونس چھےٚ وان فارم تیژاہ راس آمژ زِ کأشر مرثی ہُند گوڈٕ کال یعنی سلطان سکندر سُندِ عہدٕ (۱۳۹۲ء) پیٹھٕ ازتام چھِ پزٕ بتھ زمانس منٛز مرثی ہٕندِس فارمس تہٕ طرزس منٛز تبدیلی یِنہٕ باوجود ''وان'' تمے اندازٕ ازتام لیکھنہٕ یوان۔ ساسہٕ واد ''وان'' چھِ بےٚ ناوتہٕ واریاہ ''وان'' چھِ کأشرِ مرثی ہٕندٕن ژوشونی دورن منٛز مرثی نگارو وٕنی متۍ۔ ''وان'' چھِ ازکل تہٕ مقام بند ریوایتی مرثی۔ یِم چھِ جدید مرثی ،نوحہ تہٕ باقے طرزن لرِ لوٚر عام لۄکھ مجلس تہٕ جلوٗسن منٛز پران۔ یِم چھِ پرٛانِن مرثین ہٕندۍ کینٛہہ وان مصرعہٕ ،یِمن مرثین ہٕندِس صنفس منٛز تہٕ ''وان'' ناوچھُ

اِدِ دیٚدِ وٕ دنِس ترِیشہِ ہتہٕ وچھِ ہتہٕ

دوٕدِ رٕستہِ میٚانہِ کان أیو جان درأیو

کیٚاہ گوم کیٚاہ گوم

**یا**

ژٕ بوزتم بہٕ ونےٚ رسہٕ رسہٕ مالِنہِ دیان چھس زِندٕ پانہٕ قبرٕ وسہٕ مالِنہِ

آلیس کیٚاہ بأے دادِ ستی بوسہٕ مالِنہِ ترٛژھ وان تراوِ ہے ہاوسہٕ مالِنہِ

حضرت فاطمہؑ سٕنٛز کوٗر چھسہٕ مالِنہِ

(کأشرِ مرثی ہُند توأریخ، ص: ۱۲۱ یا ۱۲۶)



# مرثی: رِوایت، ورتاوتہٕ تجربہٕ

شاہد بڈگامی

کأشرِ زبأنی منٛز مرثی نگأری ہنٛدٕ ہن ۶۲۲ ہن ؤری ین ہنٛدِس توأریخی پٔت منظرس ازتام سام ہینہٕ ستی چھُ ننان زِ کأشر شأعری یۆ دوٕے تجدیدتہٕ تجربن ہنٛدیو مرحلو منٛزی گذارن رٕز اما پٔز کأشرِ مرثی ہنٛدِس چھرا کأشرِس ہیتس منٛز آیہٕ نہٕ تمہِ ستی زیادٕ تبدیلی۔ کٔشیرِ منٛز ۱۳۹۲ عیسوی پتہٕ حضرت امام حسینؑ تہٕ کربلاکین شہیدنؑ ہنٛز عزادأری عوأمی طور شروع سپدنہٕ پتہٕ چک دورس تام لکھنہٕ تہٕ مجلسن منٛز پرنہٕ آمژن ژھوچن مرثین چھِ لل دِیدٕ ہنٛدِ ہن واکھن، شیخ العالمؒ سنٛدٕ ہن شُرکین تہٕ حبہ خوتونہِ ہنٛدِ دورٕکین وژنن ہُنٛد انہار نۆن۔ پرانہِ زمانٕک وان فارم چھُ کأشرِ مرثی نگأری ہنٛز بنیاد۔ یہِ چھےٚ اکھ حقیقت زِ شہیری دورٕ پتہٕ سِکھ دورٕکس آغازس تام آو کأشرِ مرثی نگأری منٛز اچھ بنیأدی کأشر ہیت تبدیل کرنہٕ ورٲے رَسہٕ رسہٕ تجربن ہُنٛد مرحلہٕ طے گرِتھ واریاہ بدلاو۔ شہیری دور تہٕ چک دورچہِ ژھوچہ مرثیہ آیہِ زِ ٹھراونہٕ تہٕ سِکھ دورس تام آیہِ مقام بند کأشرِ کلاسیکی مرثی نگأری بارسس ییمہِ ستی کأشرِ رثأیی شأعری منٛز اکھ انقلأبی تبدیلی آیہِ۔ پٔز وان تہٕ روانہٕ رٕدکھ تھی

ہیتس تہٕ آہنگس منز جاری۔ یتھٕ کٔنۍ کٲشِرٕ منز عزادٲری ہنٛدِس آغازس منز لکھہٕ طرزٕ عوامن سٕہ پانہٕ نووٕمت اوس۔ کٲشُر مرثی نگٲری ہنٛدِس ژۄرِمس یعنے موجودٕ دورس منز آے نۄوۍ نۄوۍ تجربہٕ کرنہٕ تہٕ کٲشِر رثٲیی شاعری ہنٛز ہیت تہٕ گُنہٕ گُنہٕ بدلاونہٕ۔ جدید رثٲیی شاعری منز چھِ تِم اعلیٰ نموٗنہٕ بزرگ تہٕ نوجوان کٲشُر بوٗسخن ورو واریاہن آزاد نظمن، ژُمصراین، منظوم حسینی فیچرن تہٕ انگریزی ادب کِس سانیٹ فارمس منز تخلیق کٔری متۍ۔

کٲشِر مرثیہٕ چھےٚ کٲشِرِ زبٲنۍ منز عقیدتی ادبُک اہم تہٕ سارِوٕے کھوتہٕ بۄڈ حصہٕ یمیُک آغاز کٲشرس شعرٕ ادبس لرٕ لۄر باقاعدٕ پٲٹھۍ لل دیدٕ ہنٛدِ زمانہٕ پتھے سپد یومت اوس۔ کٲشرِ ادبکِ موللہِ شعری سرمایکہِ بارہاوک اندازٕ ہیکہِ یٚمہِ ستۍ لگاونہٕ یتھٕ زِ کٲشُر مرثی نگٲری منز چھ فقط ترٛیمہِ دورٕچن مقام بند کلاسکی مرثین منز حمد، نعت تہٕ مدحُک حصہٕ کلہُم کٲشرِ شاعری کھوتہٕ واریاہ زیادٕ تہٕ 1819 عیسوی پتھٕ 1947 عیسوی تام یمہِ مقام بند کٲشرِ کلاسیکی مرثی ووستاد مرثی نگارو تخلیق چھےٚ کرِمژٕ تہٕ یِمن ہنٛدۍ مُکمل مسودٕ دستیاب چھ تِمن ہُنٛد تعداد چھُ ساسہٕ واد۔ یتھٕ کٔنۍ چھ 128 ہن ؤرٕ ییٚن دوران کٲشرِ ہن کلاسکی مرثین ہنٛدِ لازمی حصہٕ رٔنگۍ کٲشرۍ نعت تہٕ تخلیق کرنہٕ آمتۍ یِمن ہُنٛد تعدادعقیدتی شاعری منز سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ چھُ تہٕ اتھ کٲشرِ شعرٕ ذآژرٕ ؤد اجتمٲعی قبولِ عام ڈکھِ۔

کٲشرِوان چھُ کٲشُر مرثی ہُنٛد ابتدٲیی صورت۔ کٲشرۍ بٹہٕ آسی پتھ کالہٕ

پٹھ مردن وان تۄ اوان یمکی نموٗنہٕ وُنہِ موجود چھِ تہٕ مرثی ہند بو مسود و مطابق اوس وان سوگ شاعری ہُند اکھ ابتدأیی روٗپ کشیرِ منز۔ کشیرِ منز اسلام واتنہٕ پتھ سائنس دورس تام ژورن دورن منز یُس رثائی شعر ادب کأشرِ زبأنۍ منز تخلیق کرنہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ پرٛتھ لحاظہٕ کأشرِ شعر ادبُک بۄڈ تہٕ باگہِ بۄرُت حِصہٕ یتھ کلہم پأٹھۍ پنُن کأشُر انہار چھُ۔

کأشر رثائی شعر ادبُک بنیأدی موضوع بنیو چونکہِ واقعہ کربلاہٕ تہٕ حضرت امام حسین علیہ السّلام تہٕ تہندۍ ن جگر پارن تہٕ فداکارن ہنٛز بے مثال شہادت اوٚسنۍ چھےٚ کأشر رثأیی شأعری کلہم پأٹھۍ أتھۍ موضوعس پٹھ تخلیق کرنہٕ آمٕژ۔ حضرت امام حسینؑ سٕنٛدِ شہادتِ عظمیٰ ہُک مقصد تہٕ فلسفہٕ چھُ الٰہی معرفت تہٕ دینِ اسلامُک تحفظ تہٕ تبلیغ۔ یتھ پیشِ نظر کأشرٕ مرثی نگارو کربلاکین ظلمن باوتھ کرنس ستۍ ستۍ مرثین منز حمد بأری تعالیٰ، مدح شاہ ولایتؑ نعتِ سرور کونینؐ اکہِ لأزمی حصہٕ زٕنگی شأمل کوٚرتہٕ مقام بند کأشر مرثی ہٕنٛدس دورس تام آوامہِ کہِ ذٔریعہ کأشر عقیدتی ادبُک اکھ بۄڈ بے مثال تہٕ مولُل خزانہٕ وجودس۔

مرثی چھ چونکہِ عالمی سۄتھرس پٹھ سارِنے زبانن منز عزادأری ہُند ذٔریہ روٗدمُت تہٕ کأشر زبأنۍ منز چھےٚ مرثی عزادأری ہُند سارِوے کھوتہٕ بۄڈ عوأمی ذٔریعہِ۔ یہ وُنن چھُ حق بجانب زِ کأشر زبأنۍ منز چھ پتۍ مین شٔین صٔدی ین دوران اعلیٰ ترین رثأیی ادب پارن ہٕنٛدِس صورتس منز واقعہ کربلا کین ماتمی تہٕ رزمی پہلوون تمہِ انداز باوتھ کرنہٕ آمٕژ ییٚچ مثال بیٚیہ کُنہِ زبأنۍ

منٛز نظرِ چھنہٕ گڈھان۔

کأشر رثأیی شاعری چھنہٕ چھرا رزمیہ شأعری ہُند حصہٕ یوسہٕ کأشرِ زبأنۍ ہندۍن جنگ نامن ہتۍ گنزراونہٕ ییہ بلکہِ چھ کاشر رثأیی شعرٕ ادب ماتمی، رزمی تہٕ تبلیغی صورتس منٛز کربلا کہِ انقلابٕچ عکأسی کران۔ واقعہ کربلا چھ انسأنی تہذیبُک تہٕ توأریخُک اکھ سٕہ بے مثال واقعہ یُس روحأنی تہٕ وِجدأنی عظمتہٕ کِنۍ پرٛتھ زمانس منٛز سأدروار چھُ باسان۔ حضرت امام حسینؑ تہٕ تہندۍن جگر گوشن تہٕ اصحابن ہنٛز شہادت چھےٚ پرٛتھ دورس منٛز طاغوتی قوتن تہٕ ظألمن خلاف محکومن تہٕ مظلومن ہنٛز آواز بٕنتھ ظلمس بُتھِ صف آرا سپدنٕچ اکھ ہمہ گیر تحریک۔

حضرت امام حسین علیہ السلامن ہندِ شہادتُک وجدأنی تہٕ عرفأنی اعجاز چھُ واقعہ کربلا رونما سپدنہٕ پتھ ازتام دنیاہ کِس پرٛتھ خطس منٛز عالم انسانیتس جدوجہدُک تہٕ عزم عملُک سٕہ جذبہٕ عطا کران ییتھ دنیا کِو اکثر بڈۍ سخن ورو باوتھ کرمٕژ چھےٚ۔ کأشر زبأنۍ ہندۍو شأعرو تہٕ کٔر اتھ پٔٹھ مِن شمن ہتن وٕرۍین کأشر مرثی نگأری ہندۍن ژورن دورن منٛز چھرا کأشرس طرزس تہٕ ڈکشنس منٛز سبٕٹھاہ مأرۍ مَندِ اندازٕ باوتھ۔ یہ کتھ چھےٚ سبٕٹھاہ اہم زِ محرم الحرامُک ژندرِ نبس پتھ نوٚن نیرنس ہتی چھ کل کایناتس منٛز حضرت امام حسین علیہ السلام سٕندی عاشق وجدانکس اَکِس بدلے عالمس منٛز واتان تہٕ عشق و عرفانکی مٔنزل طے کران۔ ہلالِ محرم نوٚن نیرنس ہتی چھُ محرمٕچ خوشبوے پرٛتھ لَنہٕ واتان۔ یہ چھُ حضرت امام حسینؑ سٕنٛد عظیم تہٕ بے مثال

شہادتُک اعجاز زِ سأری ہے دنیاہس منز چھ مختلف مذہبن تہٕ مسلکن ستی وابستہٕ لُکھ کُنہِ امتیازٕ ورأے حسینی عشقس منز سرشار سپدان۔ یوٗ ہے وجہ چھُ زِ دنیاہ چہن سارِنے زبانن منز چھ حساس دِل شاعرو کربلا تہٕ امام حسینؑ پنُن ٹوٹھ موضوع بنومُت تہٕ اکثر بجن زبانن منز چھ غأر مسلم سخن ورو حسینی عشقس منز ترٛتھ معرکتہ آراء نظمہٕ تخلیق کرمژٕ یِمہِ عالمی سوٗتھرس پٹھ رثأیی ادبکی شاہکار مانٔنہٕ چھ یوان۔ کأشرِ زبأنی منز چھےٚ مرثی نگأری ہِندِس ژورمس دورس یعنے موجودٕ زمانس منز اکثر بڈٕ بوٗ تہٕ سرکردٕ کأشر بٕ مسلمان شاعرو علاوٕ غأر مسلم سخن ورو خاص کُرتھ کأشر بٕ بٹو (برہمن) تہِ ترٛتھ حسینی نظمہٕ پٔتی مین ژتجہن ؤری ین دوران تخلیق کرِمژٕ یِمہِ جدید کأشرس ادبس منز اعلیٰ معیارٕ تہٕ قبول عام کٔنی سرس چھےٚ۔ کأشرِ رثأیی ادب کوٚ پرانوٚ دورو منز چھ واریاہ کینٛہہ زمانن ہِندیٚو ہأری شاتو کٔنی ختم گومُت یہ کینژاہ حسینی عاشقو قلمی نسخن ہِندِس صورتس منز پتھ کُن رٔچھتھ تھووتمِہ منزٕ گوو وُنہِ واریاہ کم چھاپ۔

کأشر رثأیی شأعری چھےٚ سانہِ ادبی سرمایک سُہ بوٚڈ تہٕ مولُل حصہٕ یتھ منز ترٛیِمہِ دورچہ مقام بند کأشرِ کلاسکی مرثیہ پننہِ منفرد عروضی نظامہٕ تہٕ صوفیانہٕ طرزٕچہِ موسیقی (مقام بندی) کٔنی سأری ہے دنیاہس منز مشہور چھےٚ۔

کأشرِ رثأیی شأعری ہُند ترٛیم دور یعنے مقام بند (کلاسکی) مرثی نگأری ہُند دور چھُ کلہم پأٹھی کأشرِ زبأنی ہِندِ شعرٕ ادبک سُہ دور یتھ منز سانہِ وادٕ طویل مقام بند مرثی سانوٚ عظیم مرثی نگارو تخلیق کرِ۔

کاشِر رثأیی شأعری ہُند ترٛیِیم دور یعنے مقام بند کاشِر مرثی ہُند شاندار زمانہٕ

گوو کشیرِ منٛز سِکھ دور حکوٗمت شروٗع سپدنس سٟتی باقاعدٕ پأٹھی شروٗع تہٕ یہِ روٗد

ڈوگرٕ دورس منٛز تہِ تمے شدومدٕ سان 1947 ٕ تام جأری ۔ اَمہِ دورُک آغاز کوٚر

خواجہ حُسین میر مرحوٗمن مقام بند کلاسیکی کاشِر مرثی ہنٛدِ تمہٕ عظیم تخلیقہٕ سٟتی یمچ مثال

بیٚیہ کُنہِ تہِ مرثی ادبس منٛز میلان چھنہٕ ۔ سُہ اوس اکھ تأریخ ساز تجربہٕ یُس تمہِ زمانہٕ

ہتہٕ بدٕ بو مرثی نگار و یمو ساسہٕ بدٕ بن عنوانن پیٹھ کاشِرٕ ن مرثین ہنٛدی مضموٗن تخلیق

کٔری ۔ تمو منٛز گیہِ واریاہ مرثی بیاضن یعنے مسودن پیٹھٕ کاغذٕ کیٚمبن ہنٛدِ بُزٕ تہٕ

واریاہ مرثیہِ چھےٚ از تہِ کشیرِ ہنٛدٕ بن شہری تہٕ گأمی علاقن منٛز عقیدت مندن ،

ذأکرن تہٕ ساداتن نِش چھکرأ وِتھ یمو منٛز کینہہ مشہوٗر مرثی امام بارن تہٕ مجلسن منٛز

ازکل تہٕ سٟٹھاہ شدومدٕ سان پرٕنہٕ چھےٚ یوان۔

1947 ٕ منٛز گوو کاشِر رثأیی شأعری ہُند جدید دور شروٗع یٚتھ بٕ حُسینی

نظمہٕ ادبُک دورونان چھُس ۔ مرثی ہنٛدِس اَتھ دورس منٛز آیہٕ اَکھ نٔو نٔہج بروٗنٹھ

کُن ۔ تہٕ عالمی معیارُک سُہ کاشِر رثأیی ادب آو بارسس یُس سانہِ جدید

شأعری ہُند تھٕکُن لایق حصہٕ چھُ تہٕ یٚتھ تمو سارٕ وے حُسینی عقیدت مندو

پٔتمہِ نِصف صدی دوران بٔرٕ ژرٕ کوٚر یمن منٛز مسلمان شأعر و علاوٕ واریاہ غأر

مُسلم سخن ور تہِ شأمِل چھِ ۔ دینا ناتھ نادمؔ ، پتامبر ناتھ درفانی ، جگن ناتھ سنگھ

دلگیرؔ ، اوتار سنگھ چندنؔ ، جواہر لال سرورؔ ، سورج کشن سورجؔ تہٕ پریم ناتھ شادؔ

بیترٕ ہوٕ بٕ کاشرٕ بٕ شأعر و دیٚت کاشِر رثأئی شأعری واریاہن شاہکار حُسینی نظمن

